کاشر ناٹک

# ھا میماں



جے۔ ایل۔ کے۔ جلالی

۱۹۶۲ء

# سُوچی

# اکھ زٕ کتھ

شوٗکُس کأشرِ آسہٕ یُس نہٕ ہِمالہٕ ہٕنز کتھ وِنزِ آسہٕ۔
مےٚ چھ زٕیتس ہیوان بہٕ اوٚشس لوٚکٹ تہٕ میانی باڈ ماجر
یس وٕیشنہٕ بوٗنس منز جای آسہٕ اُس یہٕ کتھ گیوان مےٚ
بوزناوان۔ یہٕ پرانی کتھ اُس بوزی تو متھ پیٹھ ہش۔ پتہٕ گر اکی
گوٗنہٕ ماتن بیہہٕ زندہ پننین خوٗبہ وٕنین ہیون منز گنڈ تھ۔ یوٚدوے
یہٕ کتھ چھےٚ ساسہٕ بدین وٕہری پرٕن ہنز۔ آچھر چھ زٕ ایسوک نہٕ
کأشرِ نہٕ سنسکرت مول چھ گئیہ میلان۔ کینژن ہوند ونُن چھ زٕ
ہِمال اوس اکس کأشرِس رازہ سُنز کوٗر یوسہٕ سیٹھاہ سوندر
ہ اوس نٕہ زاو ج اوس۔ یُس نہٕ شکلہٕ تہٕ نہ اکلہٕ کانہہ واتہٕ ہسے۔
تہٕ یس کُس نانی ناگرٕجس سیتی سپن مٕدول۔

ناگرٕجن چھ اسی متی ترٚےٚ زٕوِر۔ مگر یُس ناگرٕجن کشیرِ
اوس آمت سُے اوس بوٗدھ۔ شری کلہنن یہٕ رازہ ترنگنی منز
(ترنگ اکھ شلوک ۱۷۳) چھ ونہٕ آمت "لوک پتی بودھ
ناگرٕجن اوس شڈہرد ونس منز روزان"۔ تمہٕ وِزہ اوس کشیرِ
رازہ ہِیاراجا کنشک۔ راجا اکھ میٹھو سندس راجس منز تہٕ اوس
ناگرٕجن بودھ دھرمک اکھ نامہٕ وار پرٚژارک۔ یہٕ کتھ چھےٚ پٔز زٕ

بہاراجا کنشک اوس دوتر بھارتک اکھ بوڈ بلہ وان تہ طاقتور راژہ
تہ کشیر اوس تمی سندِس ادِکارس تل۔ کنشک سندی بیئی سمبس
منز اوس بودھون ہنز ترئیے یم سبھا کشیرہ منز آمژ کرنہ یتھ ووک
ریوھ اوس ناگارجن۔ تہ یتھ منز پانژ ہتو گاٹلیو اوس بینھ
بودھ دھرمک نوو ودھان بنوومت۔ یہ وَنُن زہ کاشرِی پاٹھی
چھ ناگارجنس ناگرایے وناں یا ناگرائے شبد چھ ناگارجن لفظک
ڈلمت ریُف چھ۔ نہ کینہہ تہ پوز باساں۔ دِنہ وۄے تہ پنزہ فش
چھ سینھی ڈور۔ شُڈ ہر دون چھ ازبوک ہاروں گام ییس سرینگر
شاہرہ بیٹھ چھ باہ میل پوری رئی۔

سوال چھ وتھان کیا سااہ ہیتھ ناگارجنس اوسہ کشیرہ ہندس
راژہ سنزہ کورہ بیتو واکھ سینتمت۔ یود وۄے راژہ سوند ناو
چھ نہ ٹھیکاں مگر یہ چھ نہ شکھی کانہہ زہ ہیمال اوس نہ بہاراجا
کنشک سنز کور۔ نہ اوس تس کانسہ راژہ سنز کور ییس
کنشک راژن پرتہ ندھی کشیرہ منز اوس۔ یمہ کنی آی سوند
ناو اچھ نہ ننلہ مت پورانس راژہ ترنگنیہ یا بییس کنہ پرانس
گرنتھس منز آمت۔

یہ اسا اکھ مینو مسنز کور اکھ نہ چھنہ کنہ کتابہ سیتی وربر
میلان۔ ایتھ کن چھ پوز زہ اکھ میینو شنوہ وچھنہ اوس ناگارجنن
بودھ دھرمک نیتھ پرژار کورمت زہ کاشرین ہنزن ریژن
اوسن کھنندرن کرمنز یمہ کنی ناگ اسی ژکھہ گامتی تہ کشیرہ
کورکھ نہ بٹون۔ شینہ وڈھل کرکھ اژھ زہ نوکھ موودی گرنز ژسی

نی۔ راژہ دوت ژلنس تہ بوٚدھن گوٚ سمہار۔ راژن ہیوت توٚبتہ شین رٕژن ینبرٕ می روزٕن دار دا یہ پھارس منز۔ یوٚہ کیٚنہ بوٚدھ گٲ فنا کاشر یو ہیتی پنٕنی پراکٕ دھرم تہ پرانہ ریش تیتھ بیہ پالنہ ونہ وتےیے ناگارجن تہ آسہ ہے اتھی سمپارس منز موٚد مٮ۪ت ناممکن چھُ۔

سارہ نیٚ کتھن دوٚگ دنہ چھُ مٹے زون اِی ہیوان زہ ناگ رایے چھنہ تہ ہیکہ ناگارجن اسنتھ۔ یہ گژھ بیہ کیتھۍ کُس تانۍ دیگوی زٲنا آسی۔ یمہ کیٚنہ اٲمس ناگارجنس تہ ہمالہ پنیٚرس پرمس تہ کھاندرس ولیش چھنہ کانہہ اتہاسا۔ پورانا یا گرنتھا میلان نہ چھنہ سمشیٔ کانہہ زہ ناگرایے اوس ناگ ذاژ ہوند۔ ناگہ خانداںس منز زامُت۔ تہ سو اوس ناگن ہوند راژہ نہ تہ راژہ پوٚتھر (یوٗراج)۔ یمہ کیٚنہ ناگ راج یا ناگ رایے اسس ونان۔ تہ امیٚ اوس کشیرہ ہیندس راژہ ستھزٕ کورہ سیتی واٹھ سپنمُت۔ ہیمال کوسہ اس تہ کُس راژہ ستھز کوٗر اس یہ ولوٚزہ بروٚنٹھ کُن۔

تواریخ چھُ ونان زہ کشیرہ ہیندی گوڈہ نکی روزن والی اسی ناگ ذاژ ہندی لوکھ۔ تہوند راژہ اوس نیلہ ناگ۔ نیلہ پشاژو کشیرہ کوٚر حملہ تہ ناگن پیی پیٹھ۔ ناگ لگی لوٚزٕ تو دوتل بچن۔ جلود بچو داخہ تہ لوگ کرنہ اندی نکھی دوٚہ وار۔ نیلہ ناگ گو پنٕنس مالس مہرشی کشپ جی لیس نش تہ بادس پنٕنی دادی کانگہر۔ کشپ جین کٔر اکھ کتھ زہ بھارت ورشہ پیٹھ اَنِن اکھ کھیبشی لوکن پنز ڈیون دِیُن ونُن ہتہ تہ کشیرِ منز

بسہٕ ناوِل ۔ یم لوکھ لنگ گوڈہ گوڈہ کشیرِ منز شین رٔنن رودٕ ۔ تِھوی
وندہ ادس راوان ۔ تِھوی اسی بھارت فیرتھ گژھان ۔ سوتہٕ اِدہ
ڈلوی اسی بیہ کشیرِ راوان ۔ کیونژ کالا گژھتھ گوڈ آکی براہمنن ژندرد
دِین ژھل ۔ تِمو ژود ژورِہ وندس آتی کشیری تہٕ ناگن سیتی کورن اِتھہ
داس ۔ پشاژو یوتھوی یہ وُچھ تِمو روٹ تہٕ پیندہ ہیندی پاٹھی
کورہس ۔ گگنہٕ نا ۔ جبر ۔ نیلہ ناگن روٹ پانس رَش ۔ تتہٕ تِمو گورکھ
پشاژن ہندہ کڈنگ بیرجاہہ ۔ ناگو ماگی یہ کتھ زِ یم بھارتہٕ بیٹھ
چھ لوکھ آمتی تِم روزن کشیرِ منزی دہری دہری لیس ۔ ناگن تہٕ
براہمنن نیلہ داکھ سپن پشاژن ژاو اِلہ ۔ پشاژو تہٕ مون بھارتہٕ
بیٹھ آمتین ہوند دہری دہری لیس کشیرِ منز روزن ۔ مگر تِمو تھود
ہکھ گنڈ ای زِ یم کرن کینہہ بِیڑ ۔ رامہ ریتہٕ زن ونہ تہٕ پتھے
کاشری پالان ۔ گھیڑہٕ ماوس ہش ۔ کاو پوتم ہش ۔ ونالہ ہیم ہش
بیہ بیہ ۔

دوی ہیوت، پشاژو وُچھ زِ ناگ چھ ہیوان کلہ تَلن
پشاژ رازہ تہٕ لوگ دیژارس کیاہ پزہ کرُن ۔ رامتی دہون اسی
ناگن ہندس رازہ پوتھرس اس بیمر پشاژہ رازہ سنزہ گورہ
بیٹھ نظر ۔ تہٕ ہیو تمت ادس امی پایہ ویژی یہ یم گژھن ۔ اتھ منز
ادس اکس براہمنہ سُند بیتہ ۔ نیلہ یہ پشاژہ رازن وُچھ زِ پشاژن
ہوند بل چھ سوتان ۔ آمی ژھا چھی بلکہ لورہ تہٕ موتن ہیمالہ
ہوند ناگ رایس سیتی نیتھر کرن ۔ حال روٗدس امی کی بجن پشاژ
تہٕ مگر ناگ ہینتی زورن منز راتی ۔ تِم اسی یتہ ہان پشاژن

ژُورِے کڈُن ۔ پِشاژ رازن ترأو ہیہِ اور بور نظرا ۔ وُچھُن نہ
چارہ کانہہ ۔ ناگرایس دیوِتؠن ہُنٛد راج تہٕ ۔ باسیوس دیوہ امی
کِنۍ اِیہِ نہ پِشاژن وَدل ۔ تہٕ ناگن ہنز چال تہٕ فنٛڈ ۔ مگر یِہ
کرِتھ تہٕ گیٚیہِ پِشاژ ہارِتھ ۔ ناگ ہیٚتن زورن منز اِنہِ ۔ یِم
کتھ مانہِ ہاوَن ناگ رائے گوڈٕ ہیمالہِ سیتؠ روزُن ۔ تمہِ گوو مجبور
زہ ژھوٚ اِیہِ ہیمالہِ ترأوتھ فیرتھ ۔ ناگراین مانیہ یوو یہِ یلہٕ تس
پے یس ہیمال تہٕ ترأوتی ۔ بوٚرِ تو ہیمالہ ہانز کتھ چھےٚ امی
ویٚتھی ۔ تہٕ یِہ چھےٚ ہاوان پِشاژن ہوند گٔژھُن تہٕ راج بدلُن ۔
کاشُر تیتھ چھےٚ اِتھ پاٹھی ۔ ناگرأے چھُ پاتالکس
رازہ سوند گوبُر آسان ۔ تسیٚ اوس ہاوی یہِ پرأی زٕوٕہ کِنہِ
ڈیول روزان ۔ اکہِ دوہ اکہِ وُچھی تمہِ سوٚہس منز اکھ
شکیل کورا ۔ سیٚتی گَژھ آکاشس وانی ژہ ژہ ہیٚتہٕ اگر امس
سوندرہ سیٚتی نیٚتھ کرتھ ژیہ رلی یہِ سوورے دوٚد تہٕ تیٚودگ تہٕ ۔
تسیٚ چھُ اکہِ دوہ سٔرس منز شرأن کران گاب گژھان
تہٕ پرتھوی پیٹھ سٔرف بنتھ سدارام برہمنہ سندِس جولنس منز
اژان ۔ سدارامنی آشنی سوکھ ہال چھےٚ جولنہ مژران تمہ منزہ
چھُ یہِ ستُر بنتھ نیران ۔ کینژس کالس منز چھُ یہِ بڈان سدارامنی
کورے پیٚٹھ امس کشیرہ ہندس رازہ سندِس محلہ خانس کوردہ
پلون منز ژاران ۔ تیتہِ چھُ یہِ ہیمالہ وُچھان ۔ ہیمالہ ہندِس
ہتھس چھےٚ سنتھ گژ گلأی آسان ۔ یہِ چھُ سٔرف لاگتھ اژان
سکیہ تہٕ ژیری کِنہِ ۔ تہٕ ہیمالہ ہانزی پوشہ ہٕرس وُچھ داسی

کران۔ ہیمال چھےٚ زاگ ہیوان تہ امس رٹان۔ ہیمالہِ ادس پرن کورمت زِ بہ روزہ ان ہارِ شی۔ ناگرایس وُچھتھ چھےٚ تنبلان۔ تہِ پتہٗ امس سیتی نیتھر کران۔ ہیمالہِ ہوند مول چھ پوتس ناگہ رایس پتہٕ راج لٔسران۔ تہ یانہ وانہ پریتھ کران۔ ناگہ رایَن مول تہ ماجِ چھ امی سنبرہ ناگنہ رایِنہِ پرتھوی پیٹھ سوزان۔ یمہ ہیمالہِ چھےٚ ژھلہ راوان۔ دیان چھس ناگہ رایے چھوی داتھ۔ امس دف پتھنہ ذاتھ ہادی دودہ کونڈس منز۔ ہیمالہِ چھےٚ لود باگھنان۔ تمہِ چھےٚ ناگرایس ژبل انان۔ تمہِ چھ مجبور گژھتھ دودہ کونڈس منز وسان تہ اودہ چھ نہٕ دوبلاتی۔ ہیمال چھےٚ گلی مُوران۔ سوتہِ چھےٚ کونڈس منز دوکھ لایان تہ بوڈان۔

امی تواریخی کتھہ ہوند چھ مےٚ یہ ناٹک لیوکھمت۔ یُس یہ گوڈہ کاشرِ تو ہنرہ ہمن لیکھین۔ گرنتھین تہ ادبن برونٹھہ کنہ چھس تھوان۔ امن کاشرِس اتہاسس تہ ساہتس سیتی کہاس پریم تہ دلچسپی چھےٚ۔ آتھ چھم زہ تم سیتھن پرسن یہ وُچھتھ زِ ہیمالہِ ہانز کتھ چھنہ کانہہ دنتہ کتھا بلکہ یہ چھےٚ اکھ تواریخی وقتھ یُس اسہ کشیرہ ہاندہ گامتہ زندگی سمیجہ زانی چھ کھجر تہ پوچھر دوان۔ یہ چھےٚ اتہاسچ کتھ یوسہ کشیرہ ہندہ پرانہِ دچہ یہ رازلہ ہندہ فرج تہ کاشرِ ہندِ زبین ہنز زان کرہ ناوان۔ کاشرِ چھ امے۔ کشپ رِشینہ سنتان۔ تمہٕنز دبو چھےٚ تہنزی

زبو - یتھ وارہ وارہ سنسکرت زیوِہ ڈیوت پیمہ سگ تہٕ بدھیوس ریف - کاشُرِ چھ نہ یہودی - نہ ایرانی - نہ تورانی - یم چھ ئمے یہِنری زِٹھی ناگن ہندِہ وخیتہٕ بیٹھ چھ کشیرِہ منزٕ اسی مِتی - نہ آریہ جِکّہ دنان -

دومید چھس کران زہ یہ ناٹک رایہ ساری فی پرن والین خوش ییتھ زہ رِتھنزہ خوشی کنہٕ گژھ بہ تہٕ خوش - جے ہند

جلالی نواس
سرینگر - کشمیر
۹ جون ۱۹۶۲ء

جے - ایل - کے - جلالی

---

# ناٹکٕی پاتھر

ناگرائے ۔ پاتالُک رازٕہ پۆتھر (دیوراج) ۔
کندرپ رازہ ۔ پاتالُک رازٕہ ۔ ناگرائُن مول ۔
کشیرِ ہوند پشاژ رازٕہ ۔ ہیمالِہ ہوند مول ۔
سدارام ۔ کشیرِ ہوند برہمن ۔ ناگرائُن منگتہٕ مول ۔
تارازان ۔ پاتالِکس رازٕہ سوند جوتشی ۔

گوپال بچیر ۔ کٹی سبدہ
دمہ شال ۔ نیدان کوب
نندہ وونگ
} کشیرِ پانڈی شہاری

دیوہ بٹ ۔ سوکھہ مالِہ ہوند بابہ تھیر ۔
گنگس ۔ ناگرائن ژکر
وادہ گنتھ ۔ ناگرائن پیٹھن ژکر خاص ۔
ونتکھ ۔ کندرپ رازٕن پیٹیل زیوکھ

---

ہیمال ۔ کشیرِ ہیندس پشاژ رازٕہ سنٛز کوٗر

پشاڑ راڑی مہارانی۔
کندرپ راڑی مہارانی۔
سوکھ مال۔ سدارامینی کوے

سوبدرا۔
سومنا
سومیدا
} ہیمالہ ہانٹرہ دیسہ۔

ڑپلا
ڑنڑلا
زیولا
ماوری
} ناگرائینہ پاتالچہ ناگنہ رانیہ۔

وڑھربینی۔ سدارامنی زٹھ بی کاکنی۔
داگر۔ وڑھربینہ ہانز کوڑ۔
ڈیڈی ددنی۔

---

# جاے

بوگوتی نگر (پاتال) تہ پرورنگر (کشیر)

---

# گوڈنیوک پاٹھ گوڈنیوک وُچھ

[ پردٕ وُگر - دُد پُرِ زنس پیتہ - سوکھ مال چھے دانس تل - سدارام
چھُ پارہ پُرزا گران - کوچ چھُ آمُت - ادرہ ژایہ دژہ بینے
تھالس کیتھ ژژی دارٕ ہیتھ ]

دژہ بینے :- سوکھ مالی اتی چھکھ بی -

سوکھ مال :- اتھ بی کُس چھُوہ -

دژہ بینے :- کتہ بی چھکھ ( بروٹھ کُن پکتھ چھ تھالہ منزہ تلان تہارٕ
لگہ ژہ بگہ تہ پلوان سوکھ مالہ ) رٹھ بی اہ -

سوکھ مال :- پوشتہ ہبی چھُوی - اژ کیا بی چھُوہ - ( لُوریس کیتھ
چھس رٹان )

دژہ بینے :- اتہ ہبی ادس رامہ جو دُس ورُش -

سوکہ مال :- ادہ بی لسی تن ۔ ہتہ وانسہ اسہ تنس ۔

وزیر مینز :- بابی ساب چھای وارٕے ۔ یہ اوسس بوی پرژھان
گوٹ کال ڈولتس وچھ نس ۔

سوکہ مال :- وارہ کیا بی ۔ وارٕے ۔

وزیر مینز :- نہ بی کیازہ نیران ژھنا کنُ ۔

سوکہ مال :- اہان بی نیرنس کیاہ چھکھ سیدن تہٕ گرژھیکہ کینہہ کنہ ۔

وزیر مینز :- ادہ بی وارہ ژوزی تن ۔ پلنے سیدلیس ۔

سوکہ مال :- سیدنس گرژھیا بی دنھا تہٕ آسینی ۔

وزیر مینز :- کیازہ رازس نش ژھنا اژان نیران ۔

سوکہ مال :- کُس بی ۔ کتھ باٹھ ۔ وتہٕ دولا تہٕ گرژھیا کانہہ آسُن ۔

وزیر مینز :- دتھی کیا بی چھیہ ژھانڈنی ۔

سوکہ مال :- گرژھیا بی تیوتھ آسُن تہٕ ۔

(ادرہ ژایہ داگر)

داگر :- دیدی ۔ بب ژھوی ژھانڈان ۔

وزیر مینز :- کھیترہ ۔ کتھ کیا چھے ۔

داگر :- بب لالہ چھُ آمُت ۔

وزیر مینز :- (ژکہ مشی کرتھ) ہتہ رٹھ یہ تھال ۔ بکھ یہ تہٕ آی سے ۔

(بلوان داگرہ تھال ہیتھرن نیرنی)

سوکہ مال :- روزی ۔ (تھالس منز ترادی نس ڈُدنی تارہ) ۔ ادہ بی ۔

ہتھ دہ بیرہ وادہ پتھ نس۔ (دواگر دراپہ)

وژھر بینہ:۔ کتھ پھرہ ہیی آدی زہ بتھا۔ میہ چھنہ مہ کل رادان۔ ہیی
اہ گرہ چھ گیر کران۔ (ہاپُتھن نیرن)

سو کھ نال:۔ آدہ کیا بلی۔ گرہ کرن گو آرہ ین۔

(ادرہ دراد ایا ریمہ دنہ ٹہ منبرہ سدارام)

سدارام:۔ اہ کیاہ کرنہ اس آمتر۔

سو کھ نال:۔ توہو نز شوب دچھ رنہ۔

(سدارام گو سے بگہ ہو)

سدارام:۔ (دند لودی لودی) کیاہ۔

سو کھ نال:۔ تہ یے دہ پ مے۔ توہو نز شوب۔

سدارام:۔ دبر دامیہ چھن اکای لتھ تزمژ۔ دو بم چھمنہ زانان)
کیاہ سنا۔

سو کھ نال:۔ نہ نمیچے۔ چانی شوب۔ چانہ درشبر چھینہ۔ بوز تھہ۔

سدارام:۔ (کمو رکو ڈن تہ برنہ ہوتن یہ توی لمن) میانی شوب۔
(پانس سیلتی۔ پوزدی چھ۔ برےیتھ آسبہ نا۔ آرتھ
کرتھ چھ سے راتی آسان) میانی شوب۔

سو کھ نال:۔ ویہ بیوی نا کوٹت دراکھ۔

سدارام:۔ یوری رامہ۔ زیدہ سا بن تانی اژنا۔

سو کھ نال:۔ کوٹت گژھتھ۔ سیوہ لوتاہ چھکھ۔ رامہ زندہ سا

چھکھ دیہرِ دود ۔ رِیوٗ چھ سال تہٕ سب کورمت ۔ ژِہ گژھ
تکھ ڈیٹھ یورےٚ ۔ پتت پھیر ۔ ودلہٕ یہ کھیہ ژٔژی دارِ
ژکھ ۔ بچنےٚ ۔ چھی نا اہ بوی ۔

سدارام :۔ (ژاو ۔ کھراو کیڈن تہٕ ژا نگچ پیٹھ بیوٹھ) اِدہ ودنی
کیاہ گوٚ ۔ سمسار چھ یوتھوی ۔ اسہ ییتی کیاہ چھکھ ۔ یلہٕ
اسی تہٕ کاہ لسہ یلزٔ ۔

سوکھ مال :۔ یلزٔ کھ نا ۔ چھے نا سوی شوب ۔ انگےٚ پچھے ترنگہ لیشیان ۔

سدارام :۔ (وشا تراوِتھ) توہوند تہٕ چھو پوزوی ۔

سوکھ مال :۔ (تہار ذرنس بردنٹھ کنٕ) ام چھ ہای یم وژِنےٚ
لدہلی لڈی منتر ۔ ہتہٕ کھیہ ۔

سدارام :۔ گوٚ کیاہ ۔ یانٔ یکھیر ہنا دی توٚ ۔ نوید ےٚ چھ اسس
تراو ۔

سوکھ مال :۔ تراو کھ نا ۔ نوید ےٚ چھوی نوید ۔

سدارام :۔ (نیرِ سیتی چھ چلی زِہ ژور تلان تہٕ کلس پیٹھ تھوان)
ہتہ رٹیو ۔

سوکھ مال :۔ یہ کیاہ کرس ۔ اتی تھوٚ کھیہ ۔ ہتہٕ اتھ چھل ۔ نیو سیتھ
کیازِہ مچھکھ ماندان ۔ (اتھ چھلہٕ نودن)

سدارام :۔ (دیچھ ہینا بچھ تہٕ ژھنن اسس ۔) ہنو یہ ٹور اوری ۔

سوکھ مال :۔ خیبہ ۔ ہتہٕ کٔس خیبی ۔ ام ہشندےٚ منی چھلی کھیہ ژٔی ۔

سدارام :- ( دِجہ پییٹھ تھوٗن ٹوٗر ) وڑھِہ دید کیاہ اَسِس وَنان۔

سوکھہ مال :- یہ ہاۓ چاۓ شوٗب۔

سدارام :- نہٕ۔ قوتہ۔

سوکھہ مال :- اِی زہ بہیہ بہیہ کاتیاہ ڈیر کرِتھ۔

سدارام :- بییہ۔

سوکھہ مال .. وَنان اسیٖ منیدہ چھان نہٕ چھکھ نا۔

سدارام :- کیتھ۔

سوکھہ مال :- اتھی۔ اِہ ژہٕ کران چھکھ۔ پرژھان اسیٔ زہ رازِس نِش کونہ چھکھ گژھان۔

سدارام :- دتھاتہٕ گژھیا آسِہٕ۔ رازہ سندی پیشکارن دیپے یود۔ تِچھس کھنڈس تانۓ شیرہ دَتھ۔

سوکھہ مال :- ژہٕ چھکھ دوہوی اِی وَنان ژنٕے چھوٗی نہ تِچھی زاہ سوران۔ از تانۓ گیٔ شیبہ ریتھ۔ اِہ نے کیتہٕ دنۓ کرِتھ اَسہ ہیے دوہ کوڈ مَرت نہ تہ کرہ ہاکھ۔

سدارام :- ژہٕ چھکھ کالہ تہ اِژھی تہ کاجہ تہ اِژھی۔ دہوی چھکھ میہ پنٕۂی کڈان۔ کراۓ چھس اِی تی چھ بنان۔ وہ نۓ گو ژوٗر چھنہ۔ یہ گیہ بھگوتی ہنز یژھا۔ یہ گو پنہ نیٖت کرِمن ہوندیھل۔ ژہٕ ہیے میہ بتیر اَنکھ

بہ ژٕلہٕ ۔

سوکھ مال :۔ ژلان کوتہٕ چھکھ ۔ بہہ بہہ چھوکھ گومت ڈیس ہیو ۔ (رژہٕ ہیٚنا ترٛمیتھ ) گژھ گام خس ۔ تتہٕ وال ژٕووٕ تہٕ مکای دِچھ ۔ زیر دیدٕ ریٚی ادٹ تہٕ ۔ جولنہٕ ہاان ہیٚنزہٕ ستیٚو ۔ ہ نٕ زٕودی ژندرہ شیٚلیٹھ نوے دوہ ۔ ییٚنہٕ نتی گژھکھ بہ ہیٚتھ ۔ ژٕیہ کیاہ چھوی ییتہ میوہ نڈا ہیئی ۔ نتی چھکھ دپہ ژٕٹیٹھ ہیو گژھان بہتھ ۔

سلارام :۔ ( اندری خژس ژکھ ۔ نیبرٕ گرٕن اسینہٕ ہانا ۔ ) تی گو اوتت اپاری دمو واہدیو جوس تہٕ ندرا ۔ ازچھ تمی تہٕ دادہ تھومت ۔ ( دودھ تہٕ دراو )

سوکھ مال :۔ مے چھا راے زہ یہ راپہ کینہہ گژھ ۔ دیوہ پوٗلیس ۔

( دراپہ ) ۔

---

# گوڈیوک پاتھر۔ دویم وچھ

( پاتال ۔ بوگ دتی نگر۔ ناگراین بارغ ۔ ناگراینہ ناگنہ چھیہ
گیوان تہ ردہ کران )

وسلے ولیسہ بیے گندو ۔۔۔ ژوپرہ ژور سے گندو ۔۔۔ دلے

لولہ پوشین گندو ۔۔۔ ببیتی ہے پارسس گندو ۔۔۔ "

ماڈی مانے گندو ۔۔۔ ژھیبہ ژوڑے گندو ۔۔۔ "

ڈی تراوتھ گندو ۔۔۔ پانہ ژانی گندو ۔۔۔ "

ژریچہ پیندے گندو ۔۔۔ "

اذ کتہ رے گندو ۔۔۔ "

بالہ پارسس گندو ۔۔۔ "

ٹکہ تارسس گندو ۔۔۔ "

دورہ دور سے گندو ۔۔۔ "

ناگراسے۔ واہ وا ۔ میہ رتہ آسہ ہے بیکتھ ۔ یہ تہ وتھ ہووہ
ببیتی۔

ژیلا رانی :- تۄہہ کیاہ ہیوت وہ یہ کرٕن - راتھ پاٹھو گژھیو دوہ خوتہ دوہ ڈیلی -

ژنژلا :- وتھیو - فیرٕ نا تھورنا کرو - پکیو سعہ نہ پھل کٕن ترو - سرس منز کرو شرانا دیانا -

زیولا :- پزی کنز - گیوندنا درہ کنا کرو - اَمی سیتی ژلیہ وہ اِہ نہ ہیکن تہ -

ناگراے :- (دوشا ترادتھ) یہ ڈیٖنو -

زیولا :- مادری - تُلان کونہ بی چھ ہاکھ -

مادری :- ادہ کیا جہارا - پکیو لولہ سرکی ہمیوشس چھاوو - چھکہ چھکھا کرو - یژ کال ودنہ اکسی جایہ ژپس زن لدتھ -

ناگراے :- یہ تہتنز پژھ آسہ - (پانس سیتی) یہ سعہ چن کیتھہ مژنہ راوہ - بہ فیوٗرس آکاشس تہ - یندرازہ سندس دربارس منز تہ چھنہ اَژھ کانہہ اژھ رژھ - مینکا تہ اُوروشی واتن نہ امی سندس پُٹھارس - ماجہ کیا دنہ - مارِس کیا دنہ - بوزنے میون دین ڈو لمت چھ -

زیولا :- ژنشرلے - وۄنی کیا بی چھ وچھن - کورے ہہی - سوزن کرناوٕن ماچھوہ کینہہ -

ژنژلا :- سوروی ہیی ڈوتمت تور - سانہ وازتہ - سانی چھیہ تار -

مادری :- نزیلا چھ دپان جہارا نیہ نہ دَلیو - میہ چھیہ عقل دنان

بہاراجس تہ گژھ شیچھ سوزنی۔

زیولا:۔ مےٚ دنیو بہ گژھو وہ تمن ونہِ۔

ناگرائے:۔ سوٚ تیاکتہِ چھیہ۔ سعہ اس ونان رازہ چھنہ یتہ۔

زپلا:۔ (دویمہِ اندہ آیہ بردنٹھ کنؠ) تہ چھُو پوز۔ تم اُشی بوڈ نیایا اکھ پانے اشنزرادنہ گامتی۔ ادی آسی پھیرتھ۔ وُنی آسن موکیہ لی۔

ژنشرلا:۔ کیا ہیو نیای۔

ژپلا:۔ بوزیوٚ کیاہ اوس یپہ گامس منز اوس وونیا اکھ۔ شو گو یاترا کرنہ۔ رہ پیہ ساس نھوٚدن باپارس انھ۔ یلہ پھیرتھ آو۔ باپاری کورس یب۔ شو آو بہاراجس فریادی

مادری:۔ بہ بوز اسہ نوی کتھا۔

زپلا:۔ باپاری شنزہ کورہ تہ وانی شندس تیچہ دِس گژھ یلہ دَن۔ یتھ وانس میول مول تہِ تہ مینتھ نہ۔ بہندسی لگنس بیٹھ آسی رازہ پانے از گامتی۔

ناگرائے:۔ (پانس سیتی) کیا میانس لگنس پیٹھ تہ رانہ۔ بہ رکتھ بنہِ زہ میہ گژھ انس یژی بہ سیتی میول۔

ژنشرلا:۔ گژھو ادہ زیولا

زیولا:۔ ادہ کیا۔ بہ دنوہ تمن (درایہ)

مادری:۔ دکھیوٗی۔ یرارنوٗی کتھ چھہ۔

ژیٖلا:۔ (ناگرایس کُن) وچھیو کرِد تہٕ ہتہ سلکھ۔

ناگرائے:۔ یکیو۔ میانی چھاتار۔ (پانس ہیتی) میہ چھُ باسان
دَیس چھ رٕتوی کرٕن۔ وَچھُن ٹوٗر چھُم فوران۔ دیوہٕ کاہنہ
وَتھ نیرہٕ۔

ژنشرلا:۔ بہ نیرووہٕ بروٗنٹھ۔ وچھوہٕ ہیہِ کینہہ ما آسہِ ٹلُن (درایہ)
(داوہٕ ژایہ زیٖولا)

مادری:۔ وَن بی کیا کرِتھ آیکھ۔

زیٖولا:۔ بب ساب تہٕ تہٕ کاکہ دید تہٕ راں۔ تِمو ووٚن ہیوٚہ نیرہ وٚن
گژھ شیچھ کرٕڈ۔

ناگرائے:۔ (کیاہ تان زٕدن ہیو ہیوسس) نیران کونہ چھوہٕ۔
نیرہ وٚن سوٗزی توٚن گنگہ یِدی۔ بہ تہٕ واتوہٕ۔

ژیٖلا:۔ ولیو جی۔ بہ درایہ سٕوو۔ (چھ نیران پتہ پتہ چھس ساری)

ناگرائے:۔ یہ گو سوزٕوی پوزٕوی۔ (داوہٕ ژاو گنگہ)

گنگہ:۔ جے جہارا۔

ناگرائے:۔ گنگا۔ داوہٕ گژھ آدا۔

گنگہ:۔ مہارا۔ آمُت چھُ۔ بوٚنہ کنِہ چھُ بہتھ پراران۔

ناگرائے:۔ گژھ انُن۔ (گنگہ دراو) آسہ نہٕ پئے کوڈمُت۔ وچھوٚ
کیاہ کرِتھ آسہ آمُت۔
(گنگہ ژاو داوہ گتس ہیتھ)

داوہ گتھ :- رازس بوٚن زٕ‌ے ۔
ناگرأے :- گنگا۔ ژٕہ گژھ رازس شیچھ ہیتھ زٕہ وٕسن۔
(گنگہ دراو) وَن با آکہٕ فیرِتھ۔ پرتھوی پیٹھٕ ۔ دٕچھہ
تھنہٕ۔
داوہ گتھ :- مہارا - ژِ - یہ توہیہ اسوٕہ ونان - مٔش یٕہ ڈلِتھ۔
ناگرأے :- (پانس سیتی) یہ ہے گژھ سرس پیٹھ۔ تیارِ ی
دِمہٕ نیف تہ واتہٕ پرتھوی پیٹھ۔ یمن گژھنہ نہ کانسہ
خبری یہ کوت گوس۔ مے کیاگو۔ تہٕ ژلہٕ۔ (بڈہ) ادہٕ
سأ گوجان - یکھ پراران آسس۔ (دراو)
داوہ گتھ :- یہ لانہٕ چھ لیکھتھ آسہٕ وٕن تہ گٕژھس ہیکہٕ فرتھ۔
یکھ سأ یہ تہ دٕچھکھ (دراو)

# گوڈنیوک پاتھر۔ تریم وچھ

[ سدارامُن گرٕہ۔ مندینہٕ۔ سوکھہ مال چھہ دانہٕ مُنان۔
سدارام چھہ اژان ]

دیوہ بٹ :- نمسکار ماہرا۔

سدارام :- لس ساہ۔ (زنانہٕ کُن ہیٚیس نظر) دارِ ے چھوہ۔ سوکھہ مالی! ہ (کلہ چھیہ تھود تُلان) آکھہ کمائی کرِنھ۔ کیا چھوی اُدمت اسی اسی دپان لوکری انکھہ۔ دِتھل تھٚون کنزس پیٹھ) بیچھہٕ میون مُنڈ موکہ لیوِ یہٕ۔ دراکھہ بائس پتہ روزٕگی نہٕ گریچ فکری۔ یہ نے دٔلوہ ایہ ہے۔ بہ کیاہ کرہ ہا۔

سدارام :- کیازہ ژیٔ ہے تُھوز تھس۔ گرٕ ھہ ہانہٕ تُھتھ تہٕ نہٕ دار۔ گوسھ یتھ تہٕ نہٕ دار۔ برابر چھے ژیہ سوی باشش دسرس منز ماننی پیایہ ددِ گیس ژرِیس آیہٕ۔

سوکھہ مال :- بوزٕ دہٕ نھ تھو۔ کیاہ کرِتھ چھکھ آمُت۔

سدارام :- کیاہ گوژ ھس گرُن۔ وتہٕ وتہٕ چھس مندچھادنہ آمُت۔

سونکھ مال :- کوڑہ کُنہ ۔ پانس چھُنہ ربط کانہہ بہ کیاہ کرے ۔

سدارام :- ہا ہاکھ ژہ مندہ چھا نہ گیوو جان ۔ ییتے چھنا توخ بلہ منز ہیوان ۔

سونکھ مال :- ژہ کیاہ مندہ چھا نہ آکھ ۔ دمہل تھوُدن یتھر تہ لیو پھِرن ) نیبر گژھہ نہ کُنہ چھُی ژےٚ ہواہ گومُت بیاکھ ۔

دیوہ بٹ :- بہ کالہ ۔ بوز تہ ہے ا سیوہ دیجہ برور گا ہنی ۔ تتہ کیا ادس ۔

سدارام :- ہمس کیاہ کرہ ۔ یکھ سارےٚی شیشچھ دنےٚ ۔

دیوہ بٹ :- یکیو ۔ اژیو ۔ بیہو ۔ کاکنی تہ اژو توری ۔

سونکھ مال :- بہ کہو کرددہ ۔ گژھو دنی ہا ہنی شوُب ۔

سدارام :- ( خِینہ مُت ہا ہیو ) گژھی کیا ۔ کوُرمے کیا ۔ کانہہ آسی بوزان ۔ یکھ اژھ اندر ۔ راہ چھنہ شوُبان ۔ توکھ چھی تھوکہ ژھنان ۔ ( دوشس کُن پکان )

سونکھ مال :- ( دفہ طر ہیتھ پکان ) توکن ییہ تھوکہ پانس ۔ تمن گو میون ہیو ۔ ہمہ سنی زانہ ستہ پننی شنز ٹوف ۔ راہ گس ادسوی دنان ۔

سدارام :- پوز چھسے دنان ۔ چھوہرہ بٹنی چھ ہای ناد کورمت ۔ گامہ گامہ تہ شاہرہ شاہرہ چھکھ توکن نیوہ پیٹھی ( دوانی دُرس منز )

دیوہ بٹ :- پکیو ہیور کھسو - کانی ییٹھ تتہ چھوہ ہوا ہن جان -

سوکھہ مال :- اتھ کیاہ چھوی جولنس گیتھ - یہ گوت چھکھ تل گٹن
تھوان - ہاؤ کیا چھوی اونمرت - (فوت تھوون پتھر تہ
جولنس پچھ نمان)

سدارام :- (جولنہ چھس نہ ترادان) چھس، نہ گینہہ - ژہ کیباہ
کرہاس -

سوکھہ مال :- (شوخ گنیوس ژور) تراو پچھے ناشوب آہرژ -

(سدارام :- (جولنہ تردولنس) رٹھ شیرتہ تھوی زین دیانس
سیتی) ژہنش بلاے - اتی پلزیس - دیوہ بہ تہ وزہ
وزہ ہینزہ دہ ڈہ ژنجہ نشہ موکلہ (بڈہ) بہ خوشت - یے
ہیور - (دیوہ بٹس سیتی چھ ہیور خسان)

دیوہ بٹ :- بہ انوہ شاندہ گونڈ - ترادیو کلہ تہ ڈمووہ دڈگ -
دڈگ - پتہ بوزنا دِیو ذیجہ برابرح کتھ - (اونس شاندہ
گونڈ تہ تردہ سدارامن کلہ)

سدارام :- دولہ رساہ دِتہ گوہ ڈن ژیلہ ہے ناگوہ ڈہ - (دیوہ بٹ
چھ دڈگ دڈگ دیوان - بونی گنیہ چھ آلو گژھان -)

دیوہ بٹ :- کاکنی چھوہ آلو کران - دیان چھوہ اوری وڈس -

سدارام :- کرس کیاہ - وڈس اتی کرپاتے - بہ چھوس تھوک مت

سوکھہ مال :- (بونی گنیہ) وسان گونہ چھکھ (آلو چھیہ کران

پوتُس بتھ )

دیوہ بٹ :- یکیو ماہرا دَسوَ۔

سدارام :- کیاہ کریہٕ دَسوَ۔ ینہٕ بلاے آبس یانے۔

دیوہ بٹ :- ( کینہہ توٗ رُس نہٕ فکرِ ) آلوٗبہ ساچھ کران۔

سوکھ مال :- ( بوٗنی کنی ) ہتا دِیُس دُس گاشس ادی۔

سدارام :- گاشس آس۔ دِیُس گاشس رایہ پگاہ۔ ڈینہٕ کینہہ پرہٕ دَیس شرنہٕ گرٗھن د بیپہٕ چھُ آلو بوزان ) کرس کیاہ۔ دیان رائہ دلہٕ ہان سیتی۔ بہ دیان مو کلہٕ کتھہٕ پاٹھی۔ راہ پھئے دیان بلایہ مگ بھیہٕ۔

دیوہ بٹ :- لالہ صاب۔ بہ پرژھس نا کیاہ گژھیس۔ کرخ کرخ ہے چھیہ لایان۔

سدارام :- بیہہ پانس۔ بیہہ نہٕ چھوی نا الوان۔ دِیُس دسوی اتوری۔ دِہ ژٕہ مو ٹھِہ ہین۔

سوکھ مال :- دسان کو نہٕ چھوہ۔ دسیو جل جل۔ یتہٕ ڈھو کیاہ چھہ۔

دیوہ بٹ :- ( وہ تھان تھود وچھان دارِہ کنی ) وتھیو سا۔ کاکنی چھیہ براندس پیٹھ دہاش۔

سدارام :- ( پژہ چھس نہٕ کینہہ بہان ) ادہٕ سا گژہ پرژھس کیاہ گژھیس ( دیوہ بٹ چھ دسان ) ہا خبر کیاہ بلاے چھس۔ دہٕ نی چھیہ پژھان میہ تہ پھیپہ دیون۔ دیوہ بٹ

ۥبچور گوڑھ نہ وندنہ ییٚن۔ (دیوہ بٹ خوت دوان دوان تہٕ
ژرکان)

دیوہ بٹ :۔ بَب۔ بَب۔

سدارام :۔ کیاہ سا پڑری چھا۔ بامبر پوٚشت کیازِ چھُہ۔
مامنہٕ چھِہ دارٕے۔

دیوہ بٹ :۔ ژھیو جل دِ سپو۔ کیاہ تانیٚ چھہ وُچھن لاریٚ جولنہ
منزٕ دراموٚت۔

سدارام :۔ خبر کوٚسہ بلاے آسہ۔ (وچھو دکھان) یکہ سا۔ تہٕ
چھا دُنن کم کم نوُژ نوُژ ریٖف چھہ یتھ سمسارس۔ اد تانیٚ
بچہ ہاو۔ دونی یا چھنہ سہ برانتھ کینہہ تہٕ۔ یکہ سا
برونٹھ برونٹھ۔

(وچھِہ وتسان۔ بانہٕ کینٛھی تربس بلیٚٹھ چھیہ سوکھ مال دوڈنہ۔
اِتھی سدارام وٚتھ ژھٕلنس کتھ۔

سوکھ مال :۔ یکہ اژھ وچھ کیا چھُہ یتہٕ۔

سدارام :۔ (خوژان خوژان یتھ یتھ ہیوان) آتھی داری بچہ نے
ۓ کتھ چھہ ہام گچھ دِوان بتھِہ۔ ژیٚیٔ بچھی نۓ۔

سوکھ مال :۔ اتھی لانٛخ چھکھ۔ دنانۓ چھسے توٚسے۔ ہلین بانن
ڈکری ٹھان۔ ستٕرف چھوی نہٕ۔ گنس چھے نہٕ۔ یکہ برونٹھ
(لمان چھیس راہ چھُہ یتھ ہیوان)

سدارام :- (بانس سیتی) ہی بھگوانہ - امہ کڑ راژھ بلایہ تہ ژاس سِے
اس رائے موکہ لیجز آسہ (بٹہ) گوتت چھ ہام لمان - ترادم
ژیمی ژٹہ نے -

سوکھ لال :- دلہ دیو درٹھایک چھوی نہ - اژھ اندر -

سدارام :- (چھ لوت لوت فوٹہ مہ تہو کوٹھیو اژان بانہ کمٹہ سوکھ
لال چھس ڈکہ ڈکہ دیوان - یوتھوی جولنس کن پھ چھ وچھان
اتھی چھ اکھ آسیہ دزِ شوری ہنا ڈیشان زوتہ وِن)
ہی بھگوانہ - اہ کیاہ چھس وُچھان - چانی مایا چھیہ اگاد -
میہ کیا باسے یو دتہ -

سوکھ لال :- وُچھ - ژدپاری گیہ سونہ سنزہ لبہ - دَین دِتوئی ستان
تلن کو چھہ لُڈن - ترادیور کُن نظر - یِچہ کوچھ چھیے سارِیے
برنہ آمژہ - یتہ فروژ شرکتہ بیٹھ ادتھن)

سداارم (چھ شرس تلان - اہ چھس اس مُژران تہ آسان) -
رٹن رچھن - (شر چھ ہوان کیتہ کرنہ)

شُر :- دے دے وی دی -

سوکھ لال :- ڈیدلجہ یو - (چھیس موئہ تہ میٹھی کران) ناو کیاہ
کردس

سداارم :- ناو گژھیس سوندر آسُن - یُس امی سندس روپس
تہ دگس شوبہ - یہ گنڈس ٹیکنی -

شُشر :- میہ گژھ ناگرائے ناد کرُن۔ سنسکرت پاٹھو گژھیم
تنگ راج وَنُن۔

سدارام :- وارہٕ کارہٕ۔ ناگرایہ لس سا۔ ہتہٕ وہمد وات
سا۔

سونکھ نال :- ہیو لُسُم با۔ آسیتہ اَمُن چون رُت تہ ہیوت
وچھن پیدا لب۔

( ورای )

# گوڈنیُک پاتھر ژُور لُوم وُچھ

ہیمالہ ہیوند باغ۔ ہیمال پچھے ویسہ ہیتھ اژلن۔ ناگس کُن
گژھان۔ اَتہ وُچھان موقعت تہ مونڈ مُت ۔

[ سارے گیوان ]

اسی چھیہ دِ گنے سورگہ منڈےچے — یور کمی چھ ترود مُت رَد
اسی چھیہ دِ گنے ژندرہ لوکہ پچے — یور کمی چھ ترود مُت رَد
اسی چھیہ اژہ رژھ منبعہ لوکہ پچے — یور کمی چھ ترود مُت رَد
اسی چھیہ آمژہ میرہ لوکہ پچے — یور کمی چھ ترود مُت رَد
اسی چھیہ دِ گنے سورگہ منڈہ پچے — یور کمی چھ ترود مُت رَد
اسی چھیہ آمژہ ولوہ لوکہ پچے — یور کمی چھ ترود مُت رَد
اسی چھیہ زادِ جہ پوشہ مژئے — یور کمی چھ ترود مُت رَد
اسی چھیہ دِ گنے سورگہ منڈہ پچے — یور کمی چھ ترود مُت رَد

ہیملٹ :- راہ کیہو چھ ازینہ بیبیہ سم سوُتُر کوُرمُت ۔ یتھے ستم
گُز کلای چھ ۔ یوُد کُس چھ اژان ۔ کپار رِ چھ ژامُت از
بیبیہ ۔ ژہ ہیے اسکہ ایشرن راژن یتھ ۔ ژیہ وُچھتھ
ناراہ کُس چھ ۔ کیتھ پاٹھی چھ اژان ۔ ڈیڈی ووِنی چھنا
ستہ وے ڈیڈہ راتس دِتھ تھوان ۔

سوبدرا :- وَنے کیا بی ۔ راتس ژُورُس بیدار ۔ میٹے آسی یتم پَہرن
اَچھی لجہ رتھی پوزہ آسہ ژامت راہ ژدور ۔

ہیمال :- اہانی ژادے تہ کپارہ ژاو ۔ (خوید اچھو چھس دِٹھ گدلق)
تلے سومنای ژیہ راتہ ہپارِ ییارہ ندرا وزرادِ تھ ۔

سومنا :- اوہ بی گژھے (ورایہ)

سوبدرا :- بتہ چھس راوان ۔ یوتے ژُسریہ تہ ژندرہہ تہ واتہ نہ ۔
مانژہ کریل کپارِ ہیکہ اژتھ ۔

سوبیدا :- یہ نہ بی چھنہ ماہ ہنوی سنز کتھ ۔ راہ گژھ کانہہ گنیدرو
آسُن ۔ کانہہ آکاشی زیو آسن ۔ یُس ہیٹھی کنز چھ
وُسان ۔

ہیمال :- رتھوی ہیو چھ کیاہ تانی تہ کُس تانی ۔ سوبدرای میہ ہیوٗت
نے وُل ژُلن ۔ وُچھی دُمن پوشہ ڈھدبن منز ہے چھی خوو
سنیمتو ۔ کُس تانی سندین اولین خورن ہند پود چھ یومت
راہ چھ نہ منش باسان ۔ تلہ بی ام پدی وُچھو تکہ کپارِ

کیاز چھ۔

سومیدا :۔ بہ نیرے وُچھنہ۔ سوبدرا روزہ یتی (درایہ)

سوبدرا :۔ ژہ کیا بی زہ لیدرے یکھ ہش۔ وُنہ چھنہ کیھی۔ (سومنا ژایہ) کیا بی آی کھ دُچھتھ۔

سومنا :۔ یِگس رتش نیرہ۔ ہفس ہف کیاہ زاینہ۔ میہ چھیہ بوزِ داتان راہ چھہ نہ کانہہ ولوٹھ پٹھ آدم زاتھاہ۔ راہ گرِژھ کانہہ بدلے ژور آسُن۔

سوبدرا :۔ پوشہ ژور کنہ ہیہ ژور۔ (ہیمال چھہ یہ بوزِتھ وشلان)

سومنا :۔ ناگہ ہموشں چھہ پتنہ ڈجنہ۔ رتہ یمی پاژ چھیہ ڈج مژ ڈاورہ آیہ سومیدا)

ہیمال :۔ گگاٹہ جارس دیوت تھے دربہہ۔ ریمہ ڈجے تھرہ وچھ تھئی۔ (سارے چھہ آسان)

سومیدا :۔ ڈلنس چھکھ نہ لد۔ بہ پھیرس سارسئی پدہ پدہ اَکل چھیہ وَنان دیٹھی پوٹھی سُنز چھیہ راہ کام۔ راہ گرژھ کانہہ رِہیہ آسُن۔

ہیمال :۔ ادہ بی۔ ہیمس پائے زاگ۔ یئے روزہ پتہ داغ۔ ہیکہ ونے تہ روزی تو میہ سیتی بیدار۔

سوبدرا :۔ کیازہ نہ۔

ہیمال :۔ پکوی اژدے۔ دلیو بی قسمتہ کس نردس گنڈ بجز

هندیو کابه تا نو سپیتي - ډچهو زینه ده کینه. ځنګو -

[ د درایه ساریي ] . . پمده پېږ

---

# دوٚیِم پاٹھ: گوڈنیُک وُچھ

[ بازر - دانس اکِس ملیٹھ زٕ ژٕور زنی کتھ کران ۔

گوپال بچِھر :- بوزِوٕ سا اَمِس چھوہرٕ بٹنٕ کیاہ رٕ پوٗریو ۔

کلی سیدہ :- چھوہرٕ بٹنی کوسہ سا گیہ ۔

گوپال بچِھر :- یہاٰی ہہ سا سدارامنی زیٛول ۔

نیدان کوٗب :- چھوہرٕ بٹنی کیاتہٕ چھوٗسس ونان ۔

گوپال بچِھر :- نا، اللہٕ چھنا لتشٕ ہِش ۔

کلی سیدہ :- گوسس کیا سہا ۔

گوپال بچِھر :- ہہ سا پتمہ گرٕ ژدُس ۔

نیدان کوٗب :- سدارامس ژلی دوڈٕہ دوڈٕ ۔

گوپال بچِھر :- تیٚچ چھنہٕ کتھیٚ ۔ شنی ترکھ چھِم پیمٕڑ ۔

کلی سیدہ :- کیاہ ہِش ۔ سدارامس کیاہ پنیو سیہ کینہٕ ۔ پوٗرلو سیہ ۔

گوپال بچِھر :- دزی کیا سنہ گوڑھس بنن ۔ ینہٕ منگتہٕ اونُن تینہٕ

ژولس پھٹکس -

دمہ شال :- ہے منگتھ وچھ تھنہ سا - کیتھ گومت - ساری شری
چھ یا مس گیر کرتھ پکان - ووٗنت - سو ندر تہ ڈولدار
گوٗرت چھُ -

گوپال بچر :- چھوپرہ بٹنہ ہونز گرہ اگرتھ اژن - شو نیدا ری بو چھر
کتہ - سو نہ ستنزہ الیہ - ہتہ بدی مہا نیہ چھ کھیوان تہ
چیوان - ہتہ بدرہ تہ چھ دان تہ خیرات میلان - دیبارن
تہ بدی کین چھنہ شماری -

نیدان کوب :- راہ کتہ سا آو - کھز انہ دراکھہ -
کلی سیدہ :- تژھی کانہ کتھا آہہ - تتہ کتہ یوت -
دمہ شال :- فکری چھنہ تران - راتنہ منزی دوہ کنہ دیتھ کتہ
آیہ وستھ -

گوپال بچر :- نہ تہ چھ سو کھر محلہ خانہ اژان - دوہ گرتھ اٹھ ہرس
کیا چھ گلن دوان - سدا رام چھ مخمل تہ ریشم کین پلنگن بیٹھ
وتھان تہ بیہان -

کلی سیدہ :- ولیوت لس وین -

( ادرہ آو نندہ ونگ )

نندہ ونگ :- گوپال جوا - بورتھ سا -
گوپال بچر :- سو کھرہ چھا کنہ ییتھ الایہ مژ -

نند ڈینگ :- تیرِ چھی ہیش کتھا بوزِو ۔

دمہ شال :- سدا رامن چھا کانہہ پھیٹ وۄہر مژ ۔

نندہ ڈینگ :- نہ سہ راژہ سنز کُور چھہ دیاں بہ کردوہ نہ نیتھر ۔
راژہ یژھان پانس ہیُو تانا ۔ تیُوتھ راژہ پوتھرا ایش
امس پتہ راج کرِ ہے ۔ نیچوا نیچوا ما چھس کانہہ ۔

نیدان کوب :- ہیمال کیاہ چھہ ژھانڈان ۔ سو روز با انہر شي ۔

نندہ ڈینگ :- تیتھوی ہیو کیاہ تانی ۔

ٹلہ سیدہ :- راژن کۍ وزیر ادس ہنبر شوزمُت ۔ شو کیاہ آو
تہ کرتھ ۔

گوپال بچر :- پنژہ ندہ کس راژہ پوترس سیتی دیان چھہ کرنس ۔

دمہ شال :- اوہ ۔ تتہ کیاہ ڈکھ آیا کینہہ ۔

نندہ ڈینگ :- تی چھہ دیان ۔

گوپال بچر :- تہ کیا ژہ ۔ بوزِ ہے راژس تہ را نیہ چھہ ٹارہ خوشمت

نیدان کوب :- ہیمالہ چھا مرضی ۔

نندہ ڈینگ :- یوتہ سہ چھہ دیان بہ کرہ پانۍ پانس کیوت
ژا رتھ درکھرہ ۔

دمہ شال :- نہ سا ۔ کینسہ پیٹھ چھسہ ٹور ہیومُت ۔

گوپال بچر :- کیاہ تانی چھم باسان ۔ امہ چھوہرہ بٹہِ مالاون نس
قتس ۔

نندہ ونگ :- زانہ ؤے - گوڈہ اکھ نہ ہیمال نیتھری ژرعان
کرن - پتہ بوزہ ناو باجہ تہ ہیژدن مٹہ - پتہ تکنی
وزیرن دیوت ژھانڈو تہ اونن تان - دو چھکھ
فیرمژ - ونان چھکھ بہ کرہ تشی ییلی لیس ہیے آنٹہ
کھسہ -

کلی سیدہ :- دلیہ وچھمت چھن کانہہ - نتہ کیاہ گو یہ -
گوپال بچر :- مے چھبہ شخ سہ کھرہ ہیوند -
دمہ شال :- چونوی دلیہ پوز آسہ - یمہ کتھہ چھا کھٹتھ روزان -
نیدان کوب :- پکیو - ژودہ فیری ہیتن ہینی - سیزری گوژھس
آسن :- (دراو)

دمہ شال :- ناوہ گیا نیرتھ - وچھو کیا کتھ چھیہ (دراو)
کلی سیدہ :- نہ سا تیوتھ گوژھہ نہ سا پننین یمہ رکنی رازہ ایہ مند
چھادیہ (دراو)
گوپال بچر :- ژرس گاٹہ جارس گوژھہ نہ ژدردی خریون (دراو)
نندہ ونگ :- گوبی پایہ چھہ کیاہ تانی کتھ (دراو)

---

# دوٗیم پاٹھ دوٗیم وۄچھ

[ پتٕم پہر - ہیمالہ ہوند باغ - ہیمال چھےٚ کسہٕ خشش دیتھ بالادرہ بیٹھ دتھرٕ نس منز - ولیسہ چھس آندٕی آندٕی ]

سوٗمناد :- ہیمالی میہ وننہٕ اِہ کتھ پٹھ گوٗرتھ ژیہ پانس اذاب -

ہیمال :- اہائی - یلہ رامن راچھن تہٕ باگوانن ڈٔرھ گیہٕ - یلہ میاینن ژوٗنزن تہٕ داین گیہ ڈٕولی برار - یلہِ میاینن ٹاچھن دیسن تہٕ ژجر - اتھ کیاہ چارہٕ ادس -

سوبیدرا :- ادہٕ بی - کسہ خشش کیاہ اوسوٗی دیون -

ہیمال :- دیوموٗنے - پتےٚ بلیو - تورہٕ وٗنوم نیندرٕ تہٕ موتھ ھولِ دیپوم اتھے پاٹھی تراوہٕ لَر - شیخ ژوٗدم تہوندہٕ یوٗ کہ چارِ رح بنگہ مالگہ میہ تہٕ - تہٕ ژوٗر ژلہ سنن دِتھ - (زیوٹھ دوشس تراوان) ھنہٕ تہٕ کرا ژھرپے - یتہ تانی راتہ پِنم مشتھ - دکس ہاوان تہ واج بدجرش ]

سومیدا:۔ سَن ترأدِتھ چھُ بیتی گژھان۔ یہ ژُور تیہ چھُ آچھرٕدی
باسان۔

سوبدرا:۔ ژُور نے چھُنہٕ کینہہ۔ شنہٕ چھُ آپہ کران (اسان)

سومنا:۔ وتھ تہٕ گژھ سیہہ ہأڈِ کِنہ رۄٹھ نے تہ کھیہ دارس
(اسان)

سوبدرا:۔ تنہٕ پاٹھی چھُ ریٹہ ناد تہٕ دراٚمُت۔ (اسان)

سومیدا:۔ ہئٹ ژنہ رِکھ کرِتھ (اسان)

ہیمال:۔ توہیہ کہ ہیے چھُوہ خندہ ہی کران ( ہمبہ ژوہ کرِتھ
یس نہ سمکھ تٕس چھ اِی وٕنن دٕنبرِ چھُ پارٕنس
چھوکہ وٕن گژھان )

سومنا:۔ اِہ کُسوی چھُ پانس گندان۔ (ساریٔ چھ داوہ رکنی
کلہ کڈان )

سوبدرا:۔ ژُورہے چھُ آمُت۔ شنہٕ ہنز سکھ کرِتھ۔

سومنا:۔ اِہ چھے سَن دِنہ آمُت رِکنہ سنہٕ نیتھ چھیپہ لگتہ
دراٚمُت۔

سومیدا:۔ (نظلہ کُن وچھان ) سَن دِنہ بردِ نٕھوی ہیے چھیہ
سَن نظر۔

ہیمال:۔ ٹیکہ۔۔۔ آسی ہیے پھُوسن نہٕ تہ توٚگ کرِتھ نہ
ژُور کران رٔتھ (چھیہ ییرانہٕ تگمہ نٔزادکی نٔ چھے

پکان )

سوبدرا :۔ ڈچھی ژٕدر کو تاہ دوٗر چھ ۔ ژٕلانی پھنہ ۔

سومنا :۔ ژادےٚ تہٕ ژٕلہ کیا زِ ہ ۔

سومیدا :۔ یہ تلٕانہٕ ہیتھ نیبو با دِ نہ گرِ ژہ ۔

ہیمال :۔ دِیہ نہ کینہہ نہ یٖی ما کینہہ تہٕ

دناگرا ےچھ ناگس ہیتھ نور ٹھیکہ رِت رٹن والین کُن

وُچھان تہٕ پراران )۔

سوبدرا :۔ کوٗت نو گوکھ خام ژٕدیرہ ۔

سومنا :۔ دِنہٕ ڈولکہ بلہٕ ژٕدیرہ ۔

سومیدا :۔ بیہ آکھ شِنی ژٕدیرہ ۔

ہیمال :۔ تیتھ پکھ ۔ ژٕتیہٕ ژٕدیرہ ۔ ( ناگرا ے بر ونٹھ کُن پکان ۔

ہیمال چھے موٗہت سپنان )۔

ناگرا ے :۔ بدیہ مرژن پرنام ۔

سوبدرا :۔ راہ کوٚسہ با دٔتھ کٔڈتھ ۔

سومنا :۔ آکاشی کنہ پاتالی ۔

سومیدا :۔ ژٕدر سس پھیہ دتے وُتہٕ ۔ وہ گہ بیٹھو تتہ سگہ برِژ )

ناگرا ے :۔ ( آپھر کڈان سومیدا یہ کتھ یا ٹھو ننان ) شِہ وسں یشں

گندنہٕ دراو تسو کیاہ زانہ سوٗن تہٕ وہ گن ۔

ہیمال :۔ ( چھ وہشں تراوان ) مےٚ کہ ہیی گو ژٕدر رٹنہٕ آیسن

ژٕہ تمۍ گیوم ۔

سومنا:- ژورے روٗٹ تہٕ دمون گٹہٕ دالس ۔

سوبدرا:- پرٕ ژیٖہ یہٕ برد نٹھ دِموسہٕ جیٖفہٕ نالس ۔

سومیدرا:- روز بیٚمہٕ فیرٕوِنۍ امِس لالہ بالس ۔

ناگراے:- گنڈہٕ روستوٕی گلی ژھٕس بہٕ دارتھ ۔ کیا چھِ حکما آمُت
بہٕ ہارتھ ۔

ہیمال:- (دولہٕ کنٛ وُچھان) ۔ یہوی چھا بلی یہٕ ژور ۔
دگاش چھُ ہیوان فِلن)

سوبدرا:- از تہٕ چھکیہ آمُت ہمیوشس ژٕٹہٕ ۔

سومنا:- کنہٕ تھرہٕ پوشس دِیہٕ دِیہٕ ۔

سومیدرا:- کِتہٕ ہمبرزلہٕ وتھیرِہٕ ۔

ناگراے:- آمت ژھٕس بہٕ ہیٚی ژٕلرِہٕ ۔

ہیمال:- (ڈلہٕ ٹارہٕ وُچھتھ) کیا بی چھوس وُچھان ۔ نیوٗن بی گنڈ
فرتہٕ کامدیوس نِش ۔ تتہٕ کرنس پیٚٹھہٕ گار ۔

ناگراے:- امن زٕہ دی یین کلین لگہٕ دِیہٕ ور ۔ آسے تہٕ اہ تُہیم
تہٕ کریوٗم ۔

سوبدرا:- یکہٕ با ۔ (چھُ یکان سوبدرایہ سیتی ۔ سومنا چھس بتہٕ بتہٕ)

ہیمال:- کہٕ ہیٚ دِتہٕ بابس ۔

سومیدرا:- گوڈٕ دٕہ گردس پانے پرژھہٕ گار ۔     وراوے

پھوکہ تہٕ پٕشہِ رٕدن نیایہ کارس۔ اَمہِ ٹوکہ تہٕ
دِمون کامہِ کارس۔

ہیمال :۔ (تھلہ تھلہ ڈُچھان ناگرائیس) پیہ پٕردہ ژُورا۔
باگہ میانہ اِنہ پھِر گژھی۔ دِلہ کر دریہ اِنہ اپھیر
ہاوکھ۔ (بڈرٕہ) تی گوٚ جان کرتوس امتحان۔
(دراسے ساری)

---

# دوئیم پاٹھیر تریم وچھ

[ سدارامنی رنگہ مندود - اڈ راتھ چھ - سدارام سوکھ مال چھ گنڈھ - ناگرائے چھ ہیرہ - نیندر چھیس نہ ایوان ]

سدارام :- وچھ ڈینہ ماچھ یہ ناگرائے شونکمت، رژری چھسیہ - میہ دوت امس بچھ خنڈ وچھان لیدران نہ ہوکھان - میہ پرژھومس توربہ ودنمم نہ کینہہ -

سوکھ مال :- بہ تہ چھس گلان کیاہ بنیس -

سدارام :- کتھ - نژ زنگ چھسیہ وارے نکم زورے گژھان چھ دیدس کونہ چھ پاو ہادان -

سوکھ مالی :- کیاہ ہادیس - دود دگ چھسہ کینہہ -

سدارام :- بیرہ کیاہ چھس - من چھسہ بھران - گرہ چھسہ زتیس پیوان - چھس کیا -

سوکھ مال :- کیاہ ونودہ - دِل چھس نہ لگان - ونیومس کوٹ -

بوزان چھم نہٕ۔

سدارام :- یہ ماگو جان۔ دَیَن دیوتن یتھ پوشنن پردت ستتان امی سندی کنٕی لٮ۪ڑن ایژر دکھ بوتھ۔ گونٛچ چھینہٕ ویژسے۔ یتھ ستتان آیہ یتھ پاٹھٕ۔ ژرہ چھکھ نہٕ مینہ دنانی۔ یوٗنانی اوت پیٹھ چھہ وانٛپھ ہرژ۔

سوکھہ مال :- گرس کیاہ۔ ماتان چھسس بوزان چھم نہٕ۔ وونوٗرے ہرو نٮ۪ڑ یتھ۔

سدارام :- راہ ما وونتھم کیاہ دود چھس۔ کیل دیوس ہاون۔ سو دپھیس کیا زدگے چھس۔ سو گرس یلاج۔

سوکھہ مال :- کیتل کیاہ ہیکیس کرتھ۔ اَمس گرژھہ کامہ دیو آشن۔

سدارام :- کانہہ دلہ وچھی تنس۔ یہ چھس نہ یہ ژالنہ۔ وٗنیندر گرہ نہٕ وازہے اژیس ہوکھ رٕے۔ یہ انہ نہٕ حکیم نہٕ سو دپھیس۔ گژہ خشس دِیس دہ سراتھ کرنی چھہ نہٕ جان۔ پگاہ ژلہ رادوس سوردی دگ یہ دود۔

سوکھہ مال :- کیاہ ژلہ ہادیوتس۔ ژلہ رادنس گژھیا وتھا تہٕ آیہنی۔

سدارام :- راہ کیا چھوہ لوُھی پرژہ ہنہ تراوان۔ دیٹھو لوُھی پاٹھو دنیو کیا چھ کتھ۔ راتھ پاٹھی کیا زہ چھ راتس

دوہ کران۔

سوکھ مال:- کتھ چھ راتھ پاٹھی۔ اکہ دوہہ گییس بہ کچہ مالہ ہیتی رازہ سندس محلہ خاطرس۔ تورہ راتھ بیٹھم اسی ہیمالہ ہشرہ کتھہ کرنہ۔ اہ ادس بوزان۔ امی دوپ دیدی میہ تہ زنتہ بہ وچھہ ہا باگ۔ دیمہ نزیمہ دوہ زنو میہ کورہ پلون منز تتہ وچھن باگ سوردی۔ ہیمال وچھن وسیں ہیتی گندان۔ تتہ گیوند کو بر امی تہ۔ بلہ تورہ درای۔ ہیمالہ دوپ اہ گرٹھ کنہ کنہ اینو۔ بیتہ آسہ ابہ ہیتی گندان۔ میے گیہ امی سنز مای۔ گیرہ داتھ دوہم ناگرائے۔ دیدی بہ پے آسے گرٹھان اور۔ اکہ دوبہ فرہ ڈیوٹمس گرٹھ نہ۔ بیتہ خوژس بیٹھ نہ ننیر گرٹھ تہ رازہ بارہ۔ وونی چھیہ اُمس اہانکل زرامژ۔ گومس کیا۔ خوژان چھیس۔

سدارام:- اہ گو گنبہ گھوڈس یورے اتھ ژھٹن۔ رہ کیاہ چھی گورمژتھ۔

سوکھ مال:- کیاہ چھم گورمژ۔ دوہ اکہ اسی بہ تہ اہ کتھ کران۔ منزی آیہ رازہ سنزہ کلاچ کتھ۔ بیتی بلہ میہ دون زہ رازن چھ ہیمالہ کیوت سودرگک نایو باغ بنومت تتھ چھس ستھ گز کالی تورت چھمہ واو تہ ہیکان داتھ ناگرائے دوہم خور ٹھیکرتھ۔ ناجی زہ کتھی کن چھکھ میہ

وچھان۔ کاکس ژاس جولنس منز شرف ہیوٗ۔ ژیہ کوڈ
تھس شترا ہیو۔ از چھس بہ بوڈ بالگ ہیوٗ۔ یہ چھوی
ناژیہ ڈینہ تہ فکرہ تراں بہ کُس چھس۔ بوز۔ بہ چھس
ہرفن ہوند رازہ۔ میون گرہ چھ تل پاتال۔ میہ دچھ
اکہ دوہ سوچن تنہ۔ ووں ہم ہرکھوی پلیٹھ گژھ۔
کشیرِ ہندس رازہ سنزہ کورہ ہیتی کر نیتھر۔ ژیہ
ژلی سوردی دود۔ توے چھس یور آمُت۔ میہ چھ
ہیمالہ ہیتی کھاندر کرن۔ ژہ میہ ہیہ فکر کانہہ۔ بہ
کرہ پانے سوردی۔ ژہ ہاد میہ ہیمالہ ہوند باغی ئلوت
بہ کڈہ تورتہ اژنس پانے وتھ۔

سدارام:- راہ چھا دوژی اژان نور۔ ہیمالہ گیا جبر۔

سوکھ سال:- ڈینہ نہ۔ ناگرادیس واتی کینہہ دوہ باغس اژان
تہ پوشن ڈیہ ڈاس کران۔ ہمہ کنہ رازس چھ آمُت
جارس پیٹھ تہ پکل چھن پرتھ جایہ تراوی ہنی۔ ڈیڑن
چھن دوگنی پہرہ ہیہ نا دہنی۔ راچھن تہ باگوان چھ نانہ
ہیٹھ ہئی کیتی گومت۔ گرہ گرہ چھ پے کڈان۔

سدارام:- یہ چھا کھ ژہ پو انیغ کتھا ہش دنان۔ بہ چھا پوز پنہ
ناگراے چھ رازہ۔ ساتی باگی امی رام۔ دوژ چھ
دیس تانی۔ شو رچھیا ایمہ کینہ ٹولہ دردنوی دیہ۔

رازس ہے بزگژھ ۔ سوٗ دِیہ لشٲرس نار ۔ تہ اَسہٕ کرہ
پیرِوٕں پار ۔ مےٚ پیپہٕ ناگراٮ۪س زارٕہ پارٕہ کرٕن ۔ یتھ
نہٕ کینہہ کھسرابہٕ تہ اَسہٕ آسہٕ نہٕ سیٚس منٛز جاے ۔
سوکھہ مال :۔ توٚہۍ مہ شنیو اتھ یوٗت ۔ سیٚرف تھوٗیو زٮ۪و وٕتھ
ناگراٮ۪س تہٕ مہ اَنِو کینٛہہ ردبہٕ ۔ مےٚ ہیٚکہ سوٗرٕی کرٕن
اَنہٕ یہٕ ژٕلہٕ دِہٕ نیرتھ زِہ ناگرائےٚ چھ سٕرف ۔ ہوش
کرِزِ زِہ ۔
سدارام :۔ اِہ کرٕ ڈٕنی نےٚ ژٕبہ شیٚچھ ۔
سوکھہ مال :۔ اَٹھٕ دہ دوہ گٔیہ ۔ بہ تٔنبلیس بِلہٕ میہ امی یہ کتھ
وٕنی ۔ دوہم کاکھےٚ پیرٕ ژِھی تِمس ڈٕنی زٕبینہٕ ۔
سدارام :۔ اِنہ آمس گرٕژِھی شٕیخ میہ ڈٕونٛتھ ۔
سوکھہ مال :۔ توٚہےٚ چھسوہ باند باند کران ۔ اِنہ کانہہ ژٕبر ژٕلہٕ
دِہٕ نیرتھ ۔ گوٚمےٚ ناگرابس زٕوٕن شو ژٕلہٕ تہ اَسہٕ گژھہ
خوٚچہٕ ۔ ییٚوٗٹھ وان ڈیکہٕ لیو سان ۔ اَکھتوٗی گرٕژھہ ہمس ٹھوٗن
رانٛہٕ دربارس اندر ۔ کیاہ کیاہ چھ سپنان ۔ وچھن گژھنہٕ
۔ کانسہٕ مارٕن ژٕوٗرہٕ اَژنہٕ ہاژٕہ مالگنس ۔ یوت
بکہٕ دِہٕ تیوٗت گرٕژھہ کٕکس ڈٕوٗل لاگٕن ۔ بوزٕتھ زٕدر لاگٕن ۔
ڈٕچھتھ اڈٕن لاگٕن ۔
سدارام :۔ بوٗزم ۔ مےٚ ١ س نہٕ یمہٕ بلایہٕ ہانٛز خبر ۔

